كُلُّ نَفْسٍ ذَآئِقَةُ الْمَوْتِ

وَلَا تَقُولُوا لِمَنْ يُقْتَلُ فِي سَبِيلِ اللّٰهِ أَمْوَاتٌ بَلْ أَحْيَاءٌ



# وفات نامۂ آنحضرت

کلام بزبان کشمیری

من تصنیف

پیر علیشاہ صاحب۔ ساکنہ ہرل تحصیل ہندوارہ مُصنّفِ قصّہ شاہ مند و وغیرہ

حسب فرمائش

غلام محمد نور محمد تاجرانِ کتب مہاراجہ نیر گنج بازار سرینگر

(شاخ)

مائسمہ بازار - و رزیڈنسی روڈ امیراکدل سرینگر کشمیر

(راقم: پیرزادہ محمد اشرف خانیاری)

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

# وفات نامۂ آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم

حمد تس تم پیدہ کر موت و حیات
عالماہ اک زاس شر فنا کسی
سارنی ہند سر کرن باصد صفا
ورمد شر خوشنما روشن عبا
رحمتاہ روزن بدنیا و بدین
مرجع و ماذیٔ متصل صبح و شام
یدونے انہئے نہ در عالم قدم
عالموک سایہ سر شاہ جہان
چار یارن نہ بیہ اصحاب نبی
خاکپا این سروند کحشمہ وتن

تس سوا کا نہ روز نہ باقی بذات
انبیاؤ اولیاؤ اصفیا
احمد مرسل محمد مصطفےٰ ؐ
تاج شاہی ز آیۂ لولاک تس
فرختاہ دون عالمن ہند نازنین
خاصہ خادم از رہ فضل متین
عالم و آدم ہمی بودے عدم
چار رکن دین تہندی چار یار
آل اطہار بودر نا بنی ؐ
صد درود و صد سلام صبح و شام

آدماہ اک پیدہ کرون خاکسی
زای تس اہل عرفان اتقیا
از مزمل در برش زیبا قبا
رایت رحمت زار سلناک تس
سوز ذاتن پانہ سوی بہر انام
حامل وحی خدا روح الامین
جان وندسنا سو چہوم جان جہان
کاخ دین از ہمت شان استوار
کونہ قربان کرک بو جان و تن
بر نبی و آل و صحابش تمام

## مناجات بدرگاہِ قاضی الحاجات

ای خدا بنگر برحمت سوی من
کار دنیا سخت نراوم دین سہل
نفس و شیطانن مہ کرنم رہزنی
چھونہ می ہیوکا نخفنہ در اہل جہان
دای کبرن نہ شرارن گو لنس
گوس برہم پیوس ون انجام کام
می ہدایت کرنہ از لطف عمیم
سینہ باصافی دتم لاریب مے

تازہ کن از نور عرفان دی من
تی کرم سہ ہیخفنہ آسوم کنہتہ سود
حرص غالب گوم ثر کبر و منی
اندرہ پانس خوی بدک بوی ہران
نخوتن نہ افتخارن گو لنس
یا الٰہ بہر رسول پاکدین ؐ
دم بناہ از شر شیطان رجیم
رحمتہاہ کرتم خدایا عاصیس

بدکرم بدکار آسوس بدعمل
کنتہ زایاس کنتہ آیاس در وجود
خودپسندی سخت انم چہسن لوجان
نبرہ لاگوم ناز خوشبو زعفران
کسہ جوانی راورم بیرو زگار
بہر اصحاب کبار و طیبین!
دین و دنیا پوردم بیر دزگار
شاتمن و ملت چھوسی بو ونہ کس

ازکرم غفلت تہ شامت گاستم
خام کارس گوم ہنہ ہنہ سینہ ریش
لوکنی پرپر سٹھاہ پانس وِنیوم
گوس آوارہ تہ کیاہ چارہ بنم
رفعِ شر کرتم ربا دفعِ بلا
تھاوتم اندر رہِ دینِ مستقیم

فضلہ بنہ نی بڈ عزامت گاستم
فضلہ سیتی لاگتم مرہم چھوکس
پیوم تاوان گوم حسرت پرچھلوم
عفو تقصیرات کرتم یا ربے
بہرِ شہدائے حسینؓ کربلا
چھوس علی مسکین عاجز ہر خطا

ژام شر پانس ہیہ غالب آم پیش
ژی سوا چھمنہ کانہہ فریاد رس
فضلہ نے کرہم تہ بڈ دارہ بنم
از برای آل و اصحاب نبیؐ
پاس کرتم خاصہ نی ہندا کریم
از کرم کرتم ربا ایمان عطا

## تمہیدِ لازم التاکید

بعد حمد و نعت اک ساتھا ژہ روز
آفتاب روشن رشد و یقین
راؤیُس سوی آو کریتو بہنے
آئے کم کم اصفیا تہ اتقیا
نیک و بد کم آئے تہم مرنے کتی
قبر دروازہ چھو سارن اژہ نوی
لیک تمہ یلہ آئے بر وقت شریف
آئے بہر کار کشتگاہس اندر
وای اسہ کیم آی در آخر زمان
قبرہ ہندو ی بُرنہ وحشت اک ذرا
لامحالہ اسہ نہ سوی پیالہ چھمو
کارسانی ہلہ چھتہ کنہہ یا چھو سِدُ

پردفات مصطفےؐ اکر تازہ سوز
رُود یا تھویت سو در دنیا مدام
موتنی سوی آو شربت ژہینے
روز ہے بُد کانہہ تمی گرتہ سوزنی
ہب تہ یاجی وچھتہ مارو دی یتی
تم یلہ گے موتنوی سوی پیالہ چیت
بو وتے زانک چھہ اس عاجز ضعیف
کارکرک جان کر دارِ نکو
رای کر اسہ ژای در دارالامان
مست لذاتِ شراب دنیوی
قبر دروازہ اژن خواہی ہمو
ذتہ مرت بیہ نیرت یا ہمو

کرتہ فکرہ وچھتہ تھو سلطانِ دین
وُن کموک نخوت ژہ چھوی خانم ہمرد
وُچھتہ کم کم انبیا تہ اولیا
رود کریت کانہہ بدنیای دنی
موت چھوی پیالہ یہ چھوی سارنی چینی
اسنہ چھمو سو تیہ ہمو برونٹھ دت
خالقن اسہ سوز دنیا اس اندر
آی بیدل در ای خوشدل تہ خرو
کنہہ تہ خوفا کرنہ موتن تھر تھرا
غافلِ از اخذ عذاب اخروی
ای تہہت نہ درای کھتہ کنہہ یا چھوو دِ
رو امنی کار بہت شیرت ہمو

## غزل در ندامت و افسوس موت

ہا پانہ غافل لیے کرسہ
ییُس آو تیوتس چھاڈ رُن

وُن نولسہ وُن نولسہ
آخر مرُن آخر مرُن

مست گوک دنیا کمی مسنہ ندکور
کل کرنین موڈل حسہ

کوتاہ گومت چھوک مست حال
افسوس کت کتو ماجہ زاس
یتِ بہت کیاہ حاصل کرم
دِل چھوم پریشان شلِ خراب
کمہ یار کمہ دلبند گئے
کمہ کمہ غنی اہل کرم
وچھتو ژہ برونہہ کمہ آی کمہ گئے
نیرت یوَے گئے بب تہ ماج
آزیا پگاہ آسی ژہ ناد
اک نیہ زر تہ اک کمی
تی چھوم مہ فیران تاوِہ تیل
اندری دُور چھوم ویرہ ہند
اولادٔ اولادہ مہ کر
ماس تہ اولادس پتہ
بیگانہ مالاہ چھوک رچھان
رٹ سوی تسلی ژرٹ یہ کت
کتو گوی جوانی ہند سو دم
وُن واوہ زیراہ اک یئی
سامانہ کرُونہ وقت چھوی
علیو چھوو وُن آخر زمان

کس سیت پکو اولاد و مال
زرت کو نہ تِل لو کوٹی میاس
شیطان پھرم نفساہ برم
کانہہ نو کرم کارِ صواب
کم علیشہ ہرت خورسند گئے
موتن کری برہم بدم
کیتاہ ژھنت نوزای گئے
بڈہ پیرہ خانہ سیرہ باج
زاہ نو کرِی اولاد یاد
دُنوے دِپن ژہ آہ ہنی
جگرس مہ لگو ہرت داغ نیل
بنری مہ زنگاہ ژبرہ ہند
مالچ تہ کانہہ ماے مہ بر
پانس کرُت ژی ہت وَنہ
کونو بین کُن چھوک وُچھان
دُنہ وقت چھوی ہلہ کاروت
آسوک کران کم چشم تہ حم
دُورِس پھر کس ذرت دی
برونہہ سفر بد سخت چھوی
ازنیک و بد کس چھوی ژمان

قبرہ کنوی زنو ہو وسہ مذکور
گنہو بڈس بہت کرحسہ
تی کرمہ پت آسن بقسہ
ڈلسی حسہ شیطان نہسہ
ون یرت بور وز انتر وسہ
کمہ مستِ گل ہو تن برسہ
چھو نیا تران فکر ہسہ
کیاہ چھوک تران بو ہین لبسہ
ہاسس کرن بن ابن حصہ
تس ہالہ واکس ہرزسہ
بے پیرہ بے سر بو چھوسہ
تن نال ہن آموبسہ
یم بیوفا کیاہ چھوی درسہ
اصلانہ لاگوت ڈسہ
پتہ مالدان چھوک سن لبہ
دوہ چھوی دپان کوہ بن وسہ
بجُرن د دُور کرنے پھرسہ
شاخن کری بن بن تھرسہ
تُل خرچ پک منزل رسہ
ایمان ہنگ ہو لاہسہ

## وِلہ زار لازم التکرار

رحم کر یارب مہ بد کارس رحم
مل تہ کل نرودت بنی رتو جوہرا

رحم کر تم مہ گنہگارس رحم
یڈ دپے اندر گار بد می زور ژٹوم

رحم کوی بدمہ کرہم اک جوا
رحم کوی دروازہ آخر مہ رٹوم

مغفرت کرتم چھوسیٔ امیدوار
پانہ چھوی فرماومت لاتقنطوا

عذر بوزم چھوس خدایا عذردار
بڈمہ کرمت چھم ستھاہ جرم وخطا

چھم نظر یارب نظر برفضل تو
کتھ بو نومید روز رٔاز عطا

رحم کرتم چھوکھ تٔہ غفار الذنوب    ستر کرتم چھوکھ تٔہ ستار العیوب

## دربیان بیمار شدن سرورِ کائنات حضرتِ رسول مقبول صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم

بدوفنے روز کہ نشس بوزکنے
گوسو سردارِ دوعالم بیقرار

یک وفات مصطفےٰ کا شرونے
کلہ دادکی اولا آزار گوک

گنہ ترٔہم آس صفرن بدھوار
کرلویٹ تباہ تنت اندر اظہار گوک

ترٔن دوہن اندر تنن تل تیوت شور    یکنہ دنفن جابہ ہیٹھ اودرٔہ پور

## روایت ابنِ مسعود رضی اللہ عنہ

ابن مسعودن روایت کر بہ بوز
منگناوِن یار بڈ بڈ خوش صفات
عرض کرک یا رسول اللہ دینو
مرحبا بکم اللہ بالسلام
چھم وصیت ئی کرن تھاوِ ورتس
از عذاب وقہر حق پردا برِ و
شوبہ نہ نخوت کرن انسان سی
کبرہ والن جای چھو نارِ سعیر
عرض کرک ای رسول ذوالمکان
آوون نزدیک بے ردو بدل
چھوم گژھن بالای سدرۂ منتہی
نمتہ لگ اتش ہارنے باہمکنان
تورہ دپوہم جامہ یس دربرہ چھوم
نتہ کپر وچھوت گژھم کرنوی کفن

چھی لکھان اندر معارج پرسوز
آس درخانہ صدیقہ بانشاط
کیاہ چھو فرمان کوہ بابت اس انیو
چھم وصیت مہ کرن دنو ہونہ یاد
روز وشب مشغول روزہ وطاعتس
کبر ونخوت ژھنژہ ترٔاوت یکطرف
مبلہ ون ٹیس آسہ یکسان نہ کسی
می حوالہ خالقس کرم تمام
کر اجل آسو توہی کرتو بیان
چھوم گژھن خواہی سوی رب العلا
جنت الماوی سوی دار البقا
عرض کرمک یا رسول اللہ تنے
بدیہوی لاگیوم تی بہتر مہ چھوم
ادہ دپومک یانتی توہہ کس چھلے

حضرتن پورس ترٔس پتھ از وفات
آیہ سمت یار باصد انبساط
دعا کرنک کوڈہ سارن ژیرتام
لوک بڈ تھاوو وصیت ہیمان یاد
از خدا کھوژو ستھاہ تقوی کرِ و
نشہ نینس ننہ دپرس از شرف
خالقن سوزس توہی کن بوبذیر
سوی حفیظہ چھوم بریرخاص حام
تورہ فرماو آنجناب می اجل
دارہ بوزو درخلا و درملا
شور تل درگریہ یار وآنجنان
کیاہ کفن آسن گژھوی کس وجے
نتہ مصری جامہ یا برد یمن
کس کفن نازک تنی چانی ولی

تورہ دپوہم اہل بیت یم مرد جہسم
بر جنازہ کس کرد آد انماز
یمہ آسن تم گڑہمن نیرن نبر
پانہ کرم رحمتِ بیحد نزول
ادہ میکائیل و اسرافیل باز
ین کرن ساری جنازہ یک بیک
ادہ مردان ہمام اہلِ بیت
بنو نبوی ادا کرن اہل صواب
بیہ دپومک یا نبی و نتو خبر
در قبر والن عوان اہل بیت

غسل کمنی دنو چھوہیم ہمد رد جہم
تورہ فرماوک کفن پیراو تھی
تن تنہا تھا وزم حجرس اندر
ادہ جبرائیل باصد امتیاز
اکہ لکے یت کرن آد انماز
تورہ وچھنوم ملایک سر بسر
ادہ نسوان تمام اہل بیت
یئی زتس تھاو وصیت لاکلام
تورہ کہم ہزوالنو قبری اندر
لِل کرن لگنہ بگریہ گرکیہ ناد

ادہ پرڑ ہمک بیہ باعجز و نیاز
لبِ قبر گڑہہ تھاون ساوتھی
گوڈہ خلاقِ جہان باصد قبول
یت کرم تنہا سو جنازیچ نماز
ادہ ملک الموت ادہ ساری ملک
تورہ اصلا کانھ یئیونہ در نظر
ادہ گڑہمن نوجہ نوجہ ین صحاب
تتمہ یارن سارنی دیڑ و سلام
تورہ دپوئم مردمان اہل بیت
تمہ ایذا واتہ اسی تھاؤ یاد

## روایت کردن ام المؤمنین حضرتِ عائشہ صدیقہ رضی اللہ عنہا

عائشہ صدیقہ ون سی خبر
مغفرت منگ از خدائ دو جہان
بیہ گی مامور گڑہہ اندر بقیع
بیہ ہتوک فرشِ خواب پٹ آرام
بہر شہدائ احد منگو دعا
بر دعا از بہر شہدائ احد
زود کرک سارتی یارن خبر
این روایت باز بشنوای امین
ڈڑ بیہ بیماری نہایت دردناک
مرتضا آسن تانہ انھس تھفا کرت
نیککارن تہ وفادارن ہنری

کہ شبے مامور شد خیر البشر
گے تہ فیرت آئی تورے آنجناب
مغفرت منگیوتمن کتو یا شفیع
اک فرمان از خدا و تھہ زود زود
از کریم کارسازِ کبریا
یام فیرت آئی تورے زود تر
چھوم گڑن ون می ازین عالم سفر
در معالج چھوی انان ملاعین
دراجبر ماہِ صفر گوش دار
گے بقیعس کُن پکانی ڑبرت
وات یامت یارہن اندر بقیع

گڑہہ بقیعس ہنز برائ مردگان
یام تراوک لر تھر بر فرشِ خواب
گے دوبارہ آئے فیرت یام تام
سوی احد باید تہضت نمود
گے تتی در معرکہ جائ احد
تام پیدا در دسر گو سخت تر

### روایت

حضرتن بلہ زانو اندر جسم پاک
بٹہ واری آسہ ننہ آنھوار
پتہ جمانفاہ پکان یارن ہنزی
عاصیین تہ نیک کارن ہند شفیع

اہلِ گورستانی کُن لاکلام
وانہ دنوی آنجناب کر سلام

بالمخاطب اہل گورستانی
آسس جبرائیل پرت ورہس اندر
یمہ ورہہ دویہ لٹی پیَ بہ پیے
ون گرٛہن چھوم زیٖنجہانِ پرخلل
یدُبہک در دار دنیا ژی ہمیش
تی کری دتوے توی ژی اختیار
یورہ کرمس عرض اۍ پروردگار
در سوئی دار البقا بو انتقال
عورتس کنُ بیہ یدکینسی نظر
کفنس آسینہ کرمت انتشار
یام چکِ تم قطرہ ہای خوشترین
انبیاءَن ہند لبک میراث تام
تام پھیرت آی در حجرُہ شریف
دجِ گنڈکِ برسٹھاہ چارت بزور
مرتضاہس بیہ فضلکس تکفا کرت
ادہ دپوہک اۍ گروہِ مومنان
توہہ منزہ چھوم ون خواہی نیرنوے
در حیاتِ خود کرس آدانین
اوقیہ تری بہر بخشائیش دمی
دس نکھان تم چھم مہ کرمت سیٖرِ دِ
چھو نہ کنہہ زیٖس تہ بندس زیٖبان
در عمل کوشش کروتی چھو بکار
چھوم قسم تمسند مہ یوکم خالقن
یا برحمت نتہ کرک انِ عملَ

ون کتھاہ اکھ پانہ عالیشانی
اکہ لٹے یت کران عرض قرآن
یت کرن می عرض قرآن وچھے
یا علی دنتم خداین اختیار
ہلہ دیم تی کری از فضلِ خویش
یدیٖر ہک میانوی لقاتی چھم قبول
درام دیدار چانوی چھوم بکار
غسل دزم پانہ اۍ عالی نشان
گرٛھ نابینا سوتت آنس اندر
تمہ قطرہ آسنہ ادہ پت کونی
تام علمِ اوّلین د آخرین
لدنی علمانی ہہن ژہ پور
سانہ خونہ ساتہ گے وارہ ضعیف
زور مہ دہہ مسجدے منز ژاۍ یام
اتہ اتنہ منبرس کھہت ٹھہرت
توہِ گرٛہنو سارنی وارہ خبر
دراوُلیس لتسَ مادوبارہ فیرنوے
دراو شخصا برونٹھ کنِ یا مصطفےٰ
نمہ می دتیوم ہمت چھو فے
حضرتِ فضلن دتس گوشادمان
دافعِ شرِ نافع و خیر رسان
در تمنا داتہ کر انسان زاہ
سوزنس خلقن ژہ امروہی ون
چھوس پیغمبر اگر کرہ ہا گناہ

تام یارن کنُ دپوک بوز و خبر
یعنے بر آسمانِ اوّل بو پران
نت چھو یعنی وانوی وقتِ اجل
یانبیٔ ون کیاژہ رنگ زیٖن وکار
یدیک جنت دیم تی آشکار
پانہ مخیرؔ ژی کروک مہ یا رسولؐ
کرہ یامت زیٖن جہان پُر ملال
ستر عورت وارہ کرزم ہوتہ سان
غسلہ شہِ یامت لبک ژی موکجار
گوشہ چشمن تہ نافس منز تیوی
حق تعالےٰ ژی کری انعام عام
نور چک ژی حق دیُ بر نور نور
تُل تبن تہ در دسرن تیوت شور
ہکنہ کھست منبرس از ضعف تام
گوڈہ پروک حمد خلاقِ جہان
چھوم کرن حالی مہ از دنیا سفر
کینسہ ہند ما قرض چھوم منگن یین
وعدہ وے دتمت توہی چھو باصفا
حضرتن دپو فضلسی اۍ نیکمرد
تام دپوہک اۍ تمام مردمان
یا چھہ عمل یا چھو فضل کردگار
یا بعمل نتہ از فضلِ الٰہ
کرہ کر خلقن مکافات و بدل
دِمہ ہا دعوے تیو گرٛہ ہا تباہ

تام دپوک یا آلہی تن مہ باؤ

حکم جانوی سارہ نی منزواتہ ناؤ
بیہ آنگ پائے مبارک گرہ

تربہ فرہ ئی دپوکہ وتہ منبرہ

## روایت حضرتِ ام المومنین عائیشہ صدیقہ رضی اللہ عنہا

عائیشہ رضؓ دپو بوز بوے سر بسر
تمہ دوہہ حضرتِ میمونہ رضؓ سنز
مہ تہ آسوم دردِ سر زر باکمال
تنگ آمن جھس از انر و سخت تر
پانہ بو تجہیز و تکفین کرہ ہے
پانی آسی ژہ دردِ دل ئی خیال
میانسی حجرس اندر باساز و ناز
تام دپوہم فیر تھی اَت روز تھی
یعنے از بیماری این دردِ سر
گرژھ مبدل بصحت و لولی
آئے ازواجِ مطہر سر بسر
تم کرن بیمارداری تت بجان
تم گرژھن درخانہ صدیقہ باز
غدر بوزوگوس ون بو غدر دار
ون دیور خصت بخانہ عائیشہ
تت بہت از غمگساری می کرو
حضرتِ فضل و علی شیر ژیان
پای مبارک آس اوزان بر زمین
ابنِ عمر باز گفتنا اینچنین
آو کرن عرض خدمت حضرتس

ہیمہ دوہہ بیمار گے خیر البشر صلعم
گے تتی بیمار کرنگ دردِ سر
بہہ دنوی مہ کروک پرسان حال
تورہ دپوہم عائیشو تھو تو دعیان
دارہ نمازِ جنازہ پرہے
یام پیو قبرہ اندر سے ورت
تازہ عروسی اکرو خوش طراز
عائیشوئیل بوی تہ میانوی دردِ سر
از جہان بے وفا کرہ بو سفر
گے تتی درخانہ میمونہ باز
بیٹ میمونہ سندس حجرس اندر
تت پگاہ فرماو شاہن از زبان
تت پگاہ و نبس اندرسی آسہ راز
چھو منہ طاقت فیر نس ون نو تین
گرژھ بو تو تو ہتہ روزومی نشہ
گے بہر تقدیر تم راضی تمام
ژاک گرژھ تل تم دوشی عالی نشان
ژای اندر حجرہ صدیقہ رضؓ تام

### روایت حضرتِ عبداللہ ابنِ عمر ابنِ الخطاب رضی اللہ عنہما

آس نوبت خاص ہما بو نہ سنز
آئے تامت می نشہ حجرس اندر
عرض کرنگ چھوم مہ حضرت دردِ سر
یدُمہ برونہ مرہ بک ژہ کتوتی آسونا آجان
غیر تہ سنتین مہ دپو نک باملال
تام ہیو بتھ انورت کرہ تت
گر تبسم حضرتن سئ بوز تھی
سوی اشارہ حلتوک بو مختصر
دردِ سرس چھوی ژہ سوے خوای بل
گیہ بیماری ستھاہ سخت و دراز
تا کہ در بیماری شاہِ جہان
امہاتِ مومنو لبور تو نشان
تتہ لکھمن ئی چھو نو بک آشکار
ضعف پیدا گوز بیماری تین
تت سمن بیمارداری می کرو
کہ بخانہ عائیشہ سوز دمقام
آو تمنی بیٹ رسولِ پاک دین ؐ
تت ہتوک بر فرش بیماری ام
کہ ابوبکر امیر المومنین رضؓ
دمِ اجازت روزہ بو بیتہ خدمتس

بیت بہت بیمار داری بو کرے
بتہ چانس خدمتس کر چھوم مہ دار
اَتہ رضا گیمت چھہ ازواج شریف
ژھعیہ بمی اَسہ توبے نہ کرک

جان و دِل خدمتگزاری بو کرے
خدمتس چھیم کور چانی عایشہ رض
وان اگر ژھمہ در خدمت حریف
ریج گرژھی بدیم گرژھن آزرده دل

حضرتن فیرت دلیس ای یارِ غار
آسس ساری حجرہ تراوت لس نشہ
ییم گرژھن ناراض دپن کیا کرک
در مصیبت زر گرژھن ییم پاگل

ژھیہ دب گر گرژھہ خدا دینے جزا    اَتہ رضا بو چھوس خدا گرژھنے رضا

## روایت از امّ المومنین حضرتِ عایشہ صدیقہ رضی اللہ تعالےٰ عنہا

عایشن دپو سیّدِ گردوں جناب
آسس فیران سیّدِ عالی ہمم
توره دپوہم سخت بیماری مہ چھیم
سوزہ مرضا یا بلاقی نقاوُ یاد

آسس بر بستر گران ژیر اضطراب
عرض کرنک یا نبی ہتیو اضطراب
خالقن کرمتر یہ از نحضِ کرم
یدُ وزن کنڈوی گرژھس درجے پابند

گہ دچھین کن گہ کھور کن دمبدم
ید کرداس کانہہ کرِو تو دڈ عتاب
مومنس لیس جیا بخشس ربّ العباد
حق تعالےٰ اکرہ تس درجہ بلند

نامۂ اعمال از فضل و عطا    ترادِہ چھنت پانہ تس ساری خطا

## روایت از حضرتِ عبداللہ ابنِ مسعود رضی اللہ عنہ

ابنِ مسعودن دُوبارہ ون خبر
تیوت نیران اندرہ بو تبک حباب
عرض کرنک اَدہ دَن ہند یوت اَت
توہہ ہیوون دنو ہندی یات ثواب
واتہ تس بیمار یاوانس اذا

ژاس بو در خدمت خیر البشرؐ
عرض کرنک ای شہ عالی لقب
پیش حق آسیو ثوابِ نکریت
تام دپو یک چھوم مہ سوگندِ خدا
حق تعالےٰ دیہ تس مزدو جزا
یتھہ باران وادِ برگن از درخت

اَتھہ می پٹ نقاو مکلی نومنہ تاب
محرقہ ہیو در بدن چھو پوٹ تب
تورہ دپوہم چھوم بلا تنک نہ رحسابے
مومناہ یس آسہ درپندِ خدا
تتھہ تس ہاری گناہِ زشت سخت

## روایت از حضرتِ ابو سعیدِ خدری رضی اللہ عنہ

بو سعیدِ خدریؓ ون سُی خبر
ڈاف آسو کن بسترس پٹ دمتوی
از تعجب بڈہ پرم سبحان اللہ

ژاس ابود ر خدمت خیر البشرؐ
دُورِ رو زنت نمہ نبرہ جوش آم
تورہ فرماوک یہ قیطیفہ تلہ

آسو قیطیفہ تمو پٹ ہتمو تی
اَتھہ لقاو نک ہیٹ تہ لگاون کریام
انبیاءن بہت چھہ پرشدت بلا!

تھوو چھوکر کانھہ دربلاہا مبتلا
یتھو دوگن بیمارہ ہندی چھک عتاب
تھو دوگن بھرپور چھوک اجرو ثواب

ننہ در تضعیفِ علت چھوک غماہ
ننتہ فرحت چھوک مضاعف از شما

## روایت از حضرتِ ام البرا رضی اللہ عنہا

ڈیوٗ امّ البران ونے زی تقاگوش
کینتہ تھو تپ چھمنہ وچھمُت زوودار
تورہ ڈیوہ حضرتو اُمّ البرا
حکمتِ خالق یہ چھوم بہر ثواب
ہم بلاے خاصکس چھی سخت تر
پایہ پایہ عارفین صاحبدلن
بلہ درد زیاد دوگن وآتک عذاب
کیا چھہ وناں ناوا ہم مرض عظیم
مرضِ ذاتُ الجنب مرضِ بدترین
از نبی چھی دور شیطان عنی
بلکہ بوہا ودت دمی ات کیا دلیل
چانو نچو ہیت چھو یہ خبر اندر

بلہ ڈیٹھوم تپ آتشہ ورنجوش
کیا باعث اَت مہ تی ونمک ون
بوزونے تپ سنتیج ماجرا
آیہ یس بیماری سختی دوچند
تمہ چھس پیغمبرن کرسر بسر
عالمس پٹ یوت چھی رنج و بلا
پتیشِ حق دوچند چھوک اجرو ثواب
عرض کرمک یا نبی می گو کنن
خاصہ از وسواسِ ابلیسِ لعین
کنہ سوزی تھو مرض ربُّ العلا
بوز وارہ حکمتِ ربُّ الجلیل
خالقن رتو زانوتن کتوی مدا

عرض کرمک ای رسولِ کردگار
یوت تپ چھو سخت بہ ناز کیدن
تپ مہ چھوم پانس شدید بے حساب
تس دوچندان اجر تہ درجہ بلند
ادہ ولین صالحن تہ کاملن
تمہ دوگن آسی بجانِ انبیا
ونتہ ام البرا دانا تہ حکیم
ات بیماری تم چھہ ذات الجنب وتن
کر چھو شیطانس تسلط بر نبی
بر سرِ اجسامِ پاکِ انبیا
چھوم یہ باتپ زیادہ تر زہرک اثر
از شہادت تھٔنیم روزان جدا

ننہ زھیت آسو اندر سوی حباب
جوش دت از وراون بہر ثواب

## روایتِ دیگر

دوہہ اکے آو جبریلِ امین
امر چھوم دیس زہ نو میونوی پیام
یرہ ہر گاہ گرتھ بلن مصطفےٰ
صاف آنن غرقِ در رحمت کرِتھ
حضر تو دپو ہس چھو خلاقِ جہان

از حضورِ خاص ربُّ العالمین
دُن کتھ اندر مہ دتو مس اختیار
یدِ ونم مہ در زمان بخشس شفا
تی منگن ہی خوش اگر ہس زین دور
مالکِ مختار سوی کون و مکان

یا نبی حضرت حقن لوزنے سلام
سی گرہس خوش تی دنم آشکار
یدِ ونم دارالبقامی یرہ برت
تی مہ چھوم منظور تھاوس اختیار
تس چھو میونوی ذرہ ذرہ اختیار

ہر چہ خواہد میکند مارا چہ کار

## روایت از حضرتِ خاتون جنت رضی اللہ عنہا

فاطمہؓ ڈپو دوہہ اکی حضرتنؐ
حضرتنؐ آہستہ ئی ونوتس بگوش
اکی لٹہ بو کران عرض قرآن
مے کرن تعلیم قرآن وحے
فاطمہ بوزت سٹہاہ گی بیقرار
گریہ مننرہ تم تبسم کرولے
سبیتی ژری ورت غمگین گیک
سر جھو کریاوت ہلی بہہ کرخموش
بروشہ اگرونو تھمنہ ون ذتم خبر
بوزنقی دل گوم غمناک وخرین
زان بشارت دل سٹہاہ می شاد گوم

فاطمہ وکنیزاہ وفی ژری تھاوکن
ینہ بو مبعوث گو سئے بالیقین
بہر تعلیم پران بر آسمان
زین اشارت فاطموی گو یقین
ودنہ لنج اندر فراقش زار زار
عائشن ڈپونس مہ ونتم فاطمہؓ
پتہ کیا ونو ہے ارت بیہ خوش گیہ
بعد رحلت بیہ کرنس سوی سوال
فاطمن ونونس ونے ڈن سر بسر
ہتو ودن می تام ڈپوہم زھپہ کر
لولہ زخمن تازہ سوی مرہم بنوم

فاطمہ بیٹ گلہ بن تراوت بہوش
تنہ در ہر سال جبریل امینؑ
یمہ ورہہ ڈویہ لٹہ پیے درپیے
وقت رحلت میون آسی ون قرین
تام کنہاہ بیہ ونس کنہ تلی
گوڈہ کنہ ال کیا ونان آسی تمہ
فاطمن ونونس بیہ ئی ونوہم بگوش
تمہ انک فاطمو ونتم مہ حال
گوڈہ ڈپوہم آیہ می رحلت قرین
سارنی بروشہ ژری مہ کن یک غمبر
بوزنقن ئی آم در گریہ آسن

زھو پہ لاجم صبر پراوم زسخن



## روایتِ دیگر



یلہ گے بیمار شدت بے حساب
کاغذ آینو دوانتھاہ با قلم
وقتِ حاجت رہنمائے راہِ شرع
کر نظر بر ضعف حالِ مصطفےٰ
سئی وصیت نوہ ای تھاو ولکھت
اک جماتھاہ برخلافش درائہ نن
درحضور انبیاء ہیتو شور و شر
تام تبن یکقلم دتو بیہ زور
بیٹ جھکت نزاویوم پانس سر بسر
گے جھکان بر جسمِ محبوبِ الٰہ

آس در حجرہ سمت اکثر صحاب
در حیات خود وصیت نامہ
سوی وصیت نامہ آسیو باورع
عرض کرنک ای رسول خوش نفس
تی جھو قرآنس اندر نن حکم دت
شور و غوغا دتھو زروی اختلاف
جھو نہ جائز حجرہ نشہ نبر و نبر
حضرتنؐ فرماونک از ہفت چاہ
دیوہ بت جو شس ہینا سینم لوزر
بام ہیناگو ک تن جوشس لوزر

حضرتن ڈپو سارنی کن از کرم
بیکنم سرقوم عنبر جابہ
عمر فاروقن رروی ئرضیا
توہم پتیہ ایس متین قرآن جھو بس
تابع عمرؓ جماتھاہ اک سین
آنجا بن حکم کرنک صاف صاف
درائے بنر تم ہیناگم بوسو شور
آبہ مشکہ ئت اینو بے اشتباہ
آبہ مشکہ ئت انت از ہفت چاہ
در آی در مسجد بادای ظہر

پانہٕ تمی حالہٕ سپن مقتدا
گوڈٕ درخطبہ پرٕک حمدِ خدا
اَدٕ فرماوِک مہاجر یارٕ نی
سارنی ہیٹ توہہ غمخواری کرِو
باخدا انصار چھِم می ٹاٹھ یار
تیٖز مروت کرِکھ از خود بقصور

پتہٕ سمت کُر صحابو اقتدا
اَتھ تلت بہر شہدای اجُدا
کرزٕ عزت مہ تیہٕ انصارٕنی
یُژ یمو ہنز کرِو کانژاہ بدی
محرمِ اسرار چھِم یم نیک کار
تام انصارن کرِک تاکید تام

منبرس پیٹھ کھت کرِک خطبہ ادا
مغفرت منگوک بدرگاہِ صمد
یاد انصارن ہنزی یاری کرِو
تس نکوئی کرزٕ توہ از بجز دی
تمہیو من دستگاہ بو اندر امور
باامہاجر کرزٕ توہ سوی احترام

## روایتِ دیگر

در معارج چھی لِکھانٕ نیک پے
جابجا در نالہ وزاری سپن
آسٕ دپان اک اکس کو تازٕ رو
تام فضلِ حیدرِ کرار ژاو
حضرتن دستِ مبارک کرِ دراز
پانہ پرژھِک از زبان درفشان
مرتضاہَن عرض کرٕ ئے تاجدار
اضطرابَن کرٕ متن دیوانہ وار
اک اکس چھی تم وناں کو تازٕ رو
ہکنہ وتھت کتہ وتھفوک وآ اک
تام دریائے کرم در جوش آو
آئے تمی ہیٹ یکان آن پاک شان
یام اندر ژٕلٕ ئے کھت ہیٹ منبرس
گوڈٕ دپوک خالقس حمد وثنا
فکر کرِ توہہ کرِمنو سینہ ریشس
سارنی سوی خدا فیرت گژھن

یلہٕ حضرت زیادٕ تر بیمار گے
گرٕ کینسی آوُ نہ صبر وقرار
یمہ رحلت کرِنہ اسی کُنہ درو
حالِ انصاری بگوشِ مصطفےٰ
یعنی توہہ مہ تُہند تلیوم ای اہلِ راز
کیناچھہ انصاری وناں وارٕ وبوم
تم چھہ کران حالہ اکہ نالہ زار
مسجدِ فیران اند اند در طواف
یم کران رحلت نیت اسی کیا کرو
مرتضاہَن فضلنی تَل تھُف کرِت
نرٕ زی تھاوِت تمن بر دوش دراو
یار سمت آی ولِ از ہر طرف
درج گنڈِت از درِ دِنورانی سرس
اَدٕ دپوک بوز تو اے مردمان
رودٕ کانہہ پیغمبر اَ در قوم خویش
خالقن اسی پیدٕ کرِ مرنہ کتی

ژر پریشان حالِ انصاری سپن
گرد مسجد آس فیران بار بار
پیٹھ پسرورِ حضرتِ عباس آو
وانناوِک از رہِ صدق وصفا
تہند تلتِ بلہ رود بہتِ پاک شان
ئی وناں آسیو تہ دوبارٕ وبوم
کینسہ درنیا چھو نہ صبر وقرار
مرتضیٰ کمر چھیک زٕن امت پیٹھ کو قاف
زار از انصار بوزِت عار آک
ہکنہ بر پا ایستادہ گھرت
پانہ یکت ہکنہ شاہِ پاک شان
درائے در مسجد شہٕ والا شرف
باکمالِ اشتیاق والتجا
میون مرن چھو نہ خوش کیناچھو گمان
منہ ود تو کیناچھو حال حاصل ہیت گژھن
رُود کس روزہ بو ادٕ مرنے بتی

یم مہاجر بروئنھ چھوہ آمت بتی
رتو کرو بابگد گرد ر راہِ دین
بیہ دپوہک بے قصور و بے فتور
بنہ کرزاہ غیرِ امر کرد گار
کرہر گاہ آدمی باحق نریب
کرزہ نیکوئی با انصارہ نی
خاص یم می محرمِ اسرار چھیسم
سارنی پٹ توہتہ غمخواری کرو
وُبنہ آسیو بیت نیے اتقان انوک
پیشکش نھاوو ک خوشی سان برت
آیۂ والکاظمین الغیظ تام
کرزہ تو عزت بمِن نیکین مدام
عرض کرک ونتہ سانی رہبرو
اس تمن سیتین کرو کیہ سلوک
اَدہ حوض کوثر س پٹ زان سبب
یارسول اللہؐ چھوم ون التماس
تورہ دپو ہسَل بوز درشانِ قریش
یکنے تابع رتن نیکو و تہ
ئی وصیت یاد نھاوو توہ قریش
آسیہ حاکم نیک تمن خوش سلوک

رتو تمن ژُر ژُر کرو تم چھورتی
سورۂ والعصر پرونک سربسر
بستہ چھوہ با امرِ حق ساری امور
برقضا غالب گرھاہ زاہ آدمی
سرنگون پاس گرہی تسن بایجب
چھوم قسیم تمسند کہ دردستِ او ست
باوفاء و واقفِ ہر کار چھیسم
فکر کر تو بلہ تیو وا تو ژلت
از رہ صدق و صفا ایمان انوک
بدہموو منزہ کرد کانژہا بدی
بوزہ ناوک با کمال اہتمام
اَسہ تپہ اک جما نھاہ یم تیوَ
تمہِ وفتہ کیاہ چھو فرمان کیہ کرو
تورہ دپو ہک غیر کین و غیرِ جبر
می لشی واصل گرہواز فضلِ رب
کن نگاہِ لطف برجانِ قریش
چھو خلافت نیک ازشانِ قریش
بدبہند ہیندن بدان پیرو بنن
رتو کرور تو کرہ ناوو توہ قریش
بدآسن لوک حاکم بد نیک

دپو کھ ائے مہاجران پیشین و پسین
صبر کوی تاکید کر یک سربسر
کرہ ہر گاہ آدمی تعجیل کار
یرھ ہر گاہ گرھ ممتسی برھمی
اَدہ فرماوک مہاجر یارہ مے
نجان من انصار چھیم مہ ٹاٹ دوست
یاد انصارن ہنز بکی یاری کرو
بجا بہ ستر ہنت نھاو ہو پاولت
میونی تہ با غنی اڈہ اڈ کرت
تسن نکوئی کرزہ توہہ ازبجر دی
بسُن نبو حاکم سوبا تاکید تام
توہہ پٹ کن پاسی ترجیح دتو
اَسہِ بت یدُ غلبہ کرن تم لوک
رٹزہ محکم عروۃ الوثقی الصبر
تام بروئھ کن حضرتِ عباس اس
یک وصیت کن ژہ درشانِ قریش
نیک کھند نیک قریشن تپہ
رنج بدنال بدان کجرو بنن
بلہ نیکو کار آسن نیک لوک
ظلم عملن ہند سو ننگ ازحد انگ

روایت از فضل بن عباس رضی اللہ عنہ

وُچھ سبز لکھمت چھو کیاہ تم خاصئے
دج گنڈت بر سر چھو زآزارِ حنین
کرروایت فضل بن عباسؓ
نقف کرت عباس انھسا زجحرہ درای
یلہ ژُر بیمار گو سلطانِ دینؐ
اَئستہ اَستہ مسجد مے منز یام ژلئے

منبرس کھت حضرتِ بلالیسیٔ
کرندا بازاروکو چوفیر تھی
کرندا حضرتِ بلالین سو کبسو
بروتھی نت گیک وانن روز تھی
ڈورہ دورہ تیہ سارن یمہ آی
تمنہ بین برونٹھ کن یم تیہ چھو
نادِ دِت انموہہ لوکو بہر این
وقتِ رفتن بایقین نزدیک آم
کینسہ اکس ما توہی ایذا د توم
کینسہ اکس عزتس ہا مہ ناہ کرم
کینسہ یُد لایم یین کرنم قصاص
در حیاتِ این زمانِ ہورن برن
یتھونہ گرہو کانھ بوسوس منفعل
از عداوت صاف چھوم آئینہ پاک
توہہ منزہ چھوم مہ سوی اک وستر
بیہ فِر فِروُنہ ہو باصد کرم
بیہ ونوہک نی بیہ برونھ آسِک ونان
موکہ لاوِ ولِ مہ داروترہ درم
لیک ہاوم وجہ کرہ چھیم ھستمتی
توہہ نشہ آو اشکستہ دلا
حضرتِ فضلس دپوکن باصد کرم
اسہ ماکو ہنہ دارہ کنہ ہورن برن
چھہ فضیحت دنیاہچ بالکل سہل
عرض خدمت چھوم ونے بوباصفا

پانہ فرماوک نکو اعمالسی
لوک ازبہرِ وصیّت سربسر
نادِ دیوان چھو رسولِ نیکخو
لوک بڈتہ مردوزن از خاص عام
جای چھکنہ کتہ تھاون تمنہ پائے
گوڈہ بر منبر پروک حمدِ خدا
میبان وصیّت چھو وقتِ آخرین
توہہ اندر گذراوم یوت کال
کینسہ مابے وجہ زاہ ییسہ ہنوم
کینسہ ماکنہہ دارہ سوئے منگن این
از قصاصِ آخرت کرنم خلاص
سند چھن کنہہ گرھنہ نکرن گرھن
پزِ باپت ماگرھن آزردہ دل
چھوم مہ گرھن سوی خلاقِ جہان
بیس نین حق ہت یم لوکن اندر
منبرہ بن وتھ پرک پیشین نماز
دراو شخصا تام بروٹھکن امتیاز
حضرتن دپہ ہس توہی آسوس ونان
کس زہ نش ہنتم درِم چھیم دمتی
تام گرو حکمِ نے کن زود زود
چھیم زہ دمت دِس لگان ترنوی درم
از فضیحت لگنہ ہرگز تہ کھوژن
عقبے اَچ تمبر چھہ بڈ ہشن نارہ چھل
ترن درمن نفسِ بچ چھوم فرمتوی

گرھہ بلالو در مدینہ نیر تھی
خاص و عام آنوک یتہ بروٹھکن زود
بیدرنگی آئے مردم بوز تھی
آیہ مسجد برنہ ساری زاز دہام
حضرتن فرماو یارن اوسعوا
ادہ کروک پانہ لوکن کن نِدا
ہی وَنِن چھوم وارہ بوز و خاص و عام
کینسہ اکس ما مہ کرمت چھو ملال
کینسہ اکس ما مہ زاہ دِل فرٹم
مالِ خود زانت ز مالس ہنین
کانھ اگر دارِم مہ کنہہ اداکرن
لگنہ تیکیس فضیحتسی کھوژن
سینہ کرنم خالقن از کینہ پاک
پاک آسن گرھہ از ہر این وآن
ظاہر اونہ گوہ توہہ تاثیر کم
منبرس کھت بیہ باصد امتیاز
عرض کرنی لائے رسولِ محترم
کرہ قسیم آنن دپے بو برزبان
عرض کرن دوہہ اکی سائلا
دِس ترہ درہم دررہ ربِّ الودود
ادہ دپوہک اہلِ دین کوشش کرن
لوکنی اندر گرھہ ہم ماعیب ہن
تام شخصاہ وتھو دپن یامصطفٰے
در غنیمت چھوم خیانت کرمتوی

حضرتو دپو ہس چنین کردی چرا
تا بری الذمہ گرد این جوان
بد صفت کاسس خدا از فضلِ خاص
بد صفت جورہ مہ چھیم دِل چھیم ملول
حضرتن تلِ در زمان رِیتو دعا
تیمو ژلسی اپز کونہ نِندری ہند قصور
کار ناشایستہ چھوس بالکل کران
گرژھومہ ایمان باسلامت آسنوی
حضرتن دپنس چھہ رسوائی اتیچ
بینہ آسن اوّلین و آخرین

تورہ دِین پیوم حاجت سرورا
بیہ دپوہک کینسہ بدچھو بدصفت
گرژھہ در دنیا و عقبیٰ سوی خلاص
ایزس عادت گمت چھوم اک مدام
یا الٰہی راستی کرتس عطا
بیا اکھ شخصا آو چھوم بدعادت تا
منگ ہند آسی ای شہِ پیغمبران
نام فاروقنؓ دپس اے بدہنر
سہل و آسان بدچھ رسوائی اتیچ
منگو دعا نبینؐ الٰہی از کرم

حضرتِ فضلس دپوک ہس درزمان
زن کرتہ ہا وو دعا بو کرہ نتہ
ونکھ اکھا تھد عرض کرن یا رسولؐ
بیہ نندر چھیم پوان صبح و شام
خوابِ غفلت یار باکرتس ترہ دور
چھوس منافق بیہ اپز یاروی اشتہار
بیم زہ بد عادت گرژھوم مہ کا سنوی
کرتھ تیر رسواترہ اس لوکن اندر
نتہ رسوائی چھہ از حد بدترین
نورِ ایمان دِس کرن تیر محترم

| | از نفاق و کذب فرزن یا الٰہ منتقی صاف کرزن یا الٰہ |
|---|---|

## روایتِ دیگر

این روایت بشنوا اے یارِ عزیز
آسی اوان پیشِ حضرت بانیاز
آسی نیران مسجدی منز تیر برت
ترن دوہن اد ہکنہ نبرت نماز
اوسے بو وقتِ خفتن باکمال
یار در مسجد چھہ پران بانیاز
نام فرماوک بلالس اے ہمام
سوی زن پیس چھو امام اہلِ راز
در مقامِ خاص تو اے نازنین
گریہ کرس غلبہ تی کر گرژھہ بہان
بیہ دپونک حضرتن بر خاص و عام

در معارج چھی لکھان اہلِ تمیز
یا نبیؐ توہ لطف و کرامت کرو
گرہ اژان آسی نماز اہ پرت
نتہ بوزو بیاکھ روایت بہ واتھ
وات بر دروازہ حجرہ بلالؓ
آسو بن شورِ رحمت زور سان
دپ صدیق اکبرس پینو امام
عائشہ صدیقہ دپو یا رسولؐ
کتہ درتہ ہکہ ہرگز دلخزین
یدپو عمر خطابسؓ سوی اپرے
حضرتِ صدیق اکبر چھو امام

حضرت بلال بر وقت نماز
وقتِ نماز واتو امامت کرو
بلہ بیماری اشتہاہ کر اشتداد
اتھ گیک سر بسر شداہ جماز
عرض کرن یا رسول اللہ نماز
ہکنہ وتھنہ آس گمیت ناتوان
لوک ہیت ادا کرن خفتن نماز
بابہ میونوی ہکنہ دِل تس چھوم ملول
یام قرات ہیہ پرن ناگہان
لوک ہیت خفتن امامت سوی کرے
عائشس دپو بیہ ہرگز کرد ران

اشک بیک رت قراءت گر کمن
عالیس دپوسپن کوشش کر نہ اَت
یھنزہ جائے بباک کانہہ کرم پرہن
ہکنہ ون کانھہ اَت اندر کرتھن کلام
نالہ دیوان مسجدے اندر سوز راوُ
ناٹھ پوی کونہ گیوس اڈ ونے
بیہ ہم نہ کرپوٹ ہم واحسرتا
سینہ بریان گوم وچھیت جانگداز
حضرت صدیق اکبر چھو امام
حضرت صدیق اکبرؓ نامدار
یام ڈیوٹھن خالی از خیر البشر
اہلِ مسجد آس یم تم بیقرار
گوکنن آنحضرتن کریک سو شور
فاطمن دپو جان من بادت نثار
یم گمت ساری ملول دلحزین
تیکہ کرت تمنی ہیٹ زود تر
ادہ دپو ہکہ ای گروہ دلنواز
گر مے بوتوہ چھوہ حوالہ خاص کس
وھو نعم الناصر و نعم المحفیظ

حضرتو دپو عالیشو خاموش کر
آسونی سوروی برائے مصلحت
حضرتن سے یام فرفرونومہ ائی
بارضا ساری کرن تس ون امام
وائے افسوس ما جہ کوہ زا ویس بو
بازولہ نے کونہ میوس بوتیے
بوزتو یارو نبیؐ مختار سون
ہکنہ نیرت یور از بہر نماز
تس دپو زین تیس امامت سو کری
برامامت وتھ سپین یامت بیمار
زورگرن سخت انوک از فراق
گے سراسر ودنہ لگ تم زار زار
تام دپو کھ فاطمو وتم خبر
یار در مسجد چھم گریان بزار
حضرت عباسؓ بیہ شبیر خدا
دراے در مسجدِ رسولِ نامورؐ
وقت رفتن آدمی بالکل قرین
صبر کرو حمد پرو مالکس
برشما باد اے گروہ مومنان

درخل جانوی کر چھو ہرگز نات اندر
رای کیم کر صحابہ خوش کر تھن
تام زانو کم کت تہ محکم ون گئی
امر بوزت حضرتِ بلال آؤ!
کمہ خاطرہ دنیاہس آیوس بو
دچھ ہا نہ یوت غم واحسرتا
زیادہ از بیمار چھو سالار سون
یا امیر المومنین فرمان آم
ونکنس یم لوکہ ہرت خفتن پرن
منبرس کن تام پییس اک نظر
گیہ بیخود بیہ سکھر نا اشتیاق
شور زر وتھو تو فراقن سخت زور
شور وغوغا گیا چھو وحکمت سخت تر
در فراقت یا شفیع المذنبینؐ
انہ نادکہ دنوے سرِ خدای
لوکہ ہرت آدا کرکھ خفتن نماز
ہمیشوم واصل برب العالمین
سوی خلیفہ میون چھو ناحفیظ
ترس ؤ پرہیز از خداوند جہان

| | |
|---|---|
| در عبادت ہیتہنہ زاہ سستی کرو | جان ؤ دل در راہ حق چستی کرو |

## روایت از حضرتِ معاذ ابن جبل رضی اللہ عنہ

چھوی بہ در قصہ معاذ ابنِ جبل
خبر ونکی واتنا و بازنان
زندگانی زیٔ زمین ستیی کرو
در قیامت تس چھوی ستین افسوس

دچھ زہ پانہ پر عبادت بی خلل
یم زنانہ چھو امانات خدا
لے کنہ زاہ لا یرکنہ غم برو
بیہ منڈن تہ یتیمن رلو کرو

بیہ دپو کہ ای گروہ مومنان
ہم حلال از عز کلمات خدا
بیکنہ ہیں لابہ باژن از عناد
دل شکستن ہمیشن ہنر بڈ برد

محسنینن بدُ خدا چھو دوستدار
تھر ولو وارہ تمن ہنز بڈ برو
اینہ ہمن زاہ تہ دیز کنہ کرُن
نیک و بد پرمایہ تہ کم پایی
در حقِ ہمسایہ جبرئیلؑ مدام
بیہ ماہمسایہ وارث کرنہ
پانژہ وقتہ کرزہ آدایے نماز
حصہ تم اسلام دنیوک راورُو
مالدار آسیو تہ ژرپر وا برِو
ہم بمال و ہم باہل و ہم عیال
زادِ راہ نے آسہِ چھو عفو خدا
نیت گرس اتژہ نوی شیطانس حرام
وُن قسم چھو زحدائے دو جہان
برونٹھ یین کرنم درین مجلس قصاص
دراو شخصاہ آو پیشِ آنجنابؐ
مُول موجی میون بونیہ تری فدا
جنگِ بدرہ دوہہ توہی ای نامدار
پشتس مے ژند کڈ و خونیز تر تر
حضرتؐ دیوا ئے بلالِ خوشنفس
از قصاصِ آخرت گژھ بو خلاص
چانو قصاص و اِن اسی کرزہ زرو
بوزہ کُس فریاد تہ زاری اسی
زوہ ہانہ روزہ ہازین غم خلاص
برہ کُس خلقس کرن ولوِ صلا

متصدق یم تمن آمرزگار
یئ ولو پانس بیہ کھیو تہ چیو!
کھوژہ زہ تکلیفس تمتقین چھو نامزا
یُد توہی ظالم سو ہمسایہ گری
تیوت بی کرُنم دو بیے تاکید تام
بیہ کھوژو حالقس تقوی کرو
باامام دِ با جماعت بانیاز
روزہ تھاو ماہِ رمضانس اندر
مالسی پنیس زکوات آدا کرو
خیر و برکت ژور کرِ ایزد تعال
روز و شب کرزو تلاوت با قرآن
یرہ ناویوک شُر پنن قرآن تمام
کینسہ ماکنہہ دارہ مو کرتو بیان
پیش خالق ہتھنہ در روزِ جزا
ناوس عکاشہؓ از جملہ صحاب
پانہ نے فرمادِ ہاییٔ شاہِ دینؐ
بلہ غضبان ادنٹنی آسِو سوار
بابعد آیا کہ سپدو توہہ سہو
منگ کھژت سوی قمیچہ بی بی فاطمس
دراو بر سر اتھ دت حضرت بلالؓ
ژی تیہ وُن پانہٗ اس کیاہ کرو
وای کت کتو ہاجہ لشہ زاس بو
وُچھہ ہانہ جان رحلت تہ قصاص
فاطمہؓ اندرہ ندا کریستی

توہ غلامن تہ کنیزن رتو کرِد
تی تمن لاگیو تہ تی کھن چُن دیو
بیہ کرورتو نیکوی ہمسایی
یورہ کرزس رنگہ رنگہ دلبری
بوزتھن مے آو گمان کرنہ
بھونہ سہ نارہ دزِو پروا برو
یم نمازی ترن دوہن بالقصد کراو
روزہ از نارِ جہنم چھو سپر
حجِ بیت اللہ کرِو با زاد راہ
نیتہ گرس قرآن ییٔ پرنہ مُدام
وُسعت و برکت کرو حق پیکران
رحمتس توہہ لور روزِ وو السلام
کینسہ ہرگاہ لاگیوز عام و خاص
آسہِ مے پٹے کانہہ شکایت بانزا
عرض کرن چھوک ژہ محبوبِ خدا
یمہ ہانہ برنٹھ کُن از بہرِ این
دُوبہ تہجی قمیچہ آسو تیز تر
بدلہ شوبم و نو گژھی از حق محو
چھم عکاشس مے برابر دنو قصاص
نالہ دیوان وا انبیا اینچہ حال
کرِی کُس یاری تہ غمخواری سی
کمہ خاطرہ دنیا اس پٹے آمن بو
آدہ بی بی فاطمس کن غمزدا
بردرم استادہ بہرِ حسنینؓ

کربلا ان کر یک یا حضرتِ بتول
دمِ اَنت جلدی گر حسنؑ ہت ٹکان
عرض کرن ای بتولِ ذوالخواص
نور چشمان بیان چھی تن اے بلال
تنہ سبتین ہم چھ اندر ضعف حال
خونِ دل ہاران اماںؑ دن دِین
آنجنابؑ قمیچ رٹو در دست خویش
نام تھڈو وتھ چارِ یار با صفا
حضرتن دہ پونک بہو یارو تیھر
اینچہ حالی وانچہ نال و اینچہ کار
وتھ علی مرتضاؓ دو بارہ تھئد
مفخرِ کونین قبول اللہ ہوی
چھوی اماں دارِ وحیِ آسمان
بوی مین بدلہ چھوی کرمی قصاص
حضرتو دپو حسن ژہ بہہ بر جائے خود
اسِہ دو نون لابنگ ژی کر تلاش
حضرتو دپو نور عینو انتما
بتعومہ چھوی ژی لا برت تھومہ تہ لائے
تو تہ تراد و سینہ تہ شاثنوی
سینہ ٹھڑ اُو دِ عریان تا شکم
مہر نبوت در او نن شانن اندر
عرقہ کشتی مشکنی نوار درلائے
کش کڈت نرن عکاشہ وتھو بفور
نالہ متیسی شاہ رٹن چارہ تھی

جنگِ بدر رک قمیچ لیس بو یا رسولؐ
فاطمن دِ پونتن بلالو کہاہ کرن
از نبیؐ منگان چھو عکاشہ قصاص
دپ تمن دینیں اسی دون کر قصاص
زند یم زالت ہکن نہ چھوی وبال
والدن دُنیو دپو عکاشہ سیؓ
رٹ عکاشو قمیچ سوی چھو بک بہ پیش
یا عکاشہ یُد کرک خواہی قصاص
بارک اللہ فیکمو کل الدھر
پانہ تھڈو تھف سیدِ ذوالاختصاص
اے عکاشہ مصطفےٰ اچھو بنا ژہ وڈِ
ژ اے امام المتقین چھو بنا و دی
ابرہ ژرٹ امسی چھو بر سر سائبان
اکہ ضرب چہ جابہ می اک سانس لای
بارک اللہ فیک ای شبیرِ صمد
اسِہ دو دن لائن چھو مینی لانوی
کنہمہ دپو بارک اللہ فیکما
عرض کرن اے رسولِ محتشمؐ
گرڑھ برابر بدل ہیونوی ہنوی
پک عکاشو زود ترکرون قصاص
عرق وسان سارنی تانن اندر
مہرِ نبوت چھو ک شانن اندر
نلو وچھیت یار و بگریہ سخت شور
مہرِ نبوتس تہ سینس بوسہ ہا

سوی منگان چھو بادشاہِ لامکان
کوہ بابت سوی منگوی پیغمبرؐ
فاطمہ زنیح و دہ بلہ بو زن جای
آنجنابؐ کرا زین فسعوای خلاص
قمیچ سوی دہ تو ہس کڈت ای سین
لائے اسی تراو خیر الناسیؐ
رٹو عکاشن قمیچ بام از مصطفےٰؐ
کر اسی ژون مصطفےٰؐ اترا ون خلاف
بیٹھ تھفر ژ دنوی گریان بزار
بک عکاشو بروتھکن کر وقصاص
اے عکاشہ چھوی رسول اللہ ہوے
بڈر شفیع المذنبین چھو بنا و دی
بدکرن خواہی ہمین ژی چھوی قصاص
یم چھو ژ بیمار کر ترس خدائے
نام وتھ حسنین دپو ہس ای عکاش
اس جگر گوشہ زہ چیس چھو بنا ونوی
نام دپو ہس بروتھ بک بہ دخدائے
نتھ ننوی آسو مہ تھفر نہ شکم
حضرتو نو تراو ہ تا پشت ہم
از قصاصِ آخرت گرڑھ بو خلاص
مہرہ کشتی لمعہ انوارہ درلائے
ژ منور عنبر خوشبوی ترہ
وان نکھ تل قمیچ دتن دارتھی
دتنہ دین جان ہیونوی ژی فدا

جان وندان سینهٔ بے کینسی
از دو عالم حالقس ژی چھوک مدا
تس مه بخشن ذاتِ باری زاه گناه
بیانه جبتمک مشک بیس کھسه درمشام
کر نوئے مه جبله اُئے محبوب حق
کر قصاص یدو کرن چھوی بے ریا
حضرتن دپونس بخشنے بڈ خدائے
می بری کرمک بخشنے ذوالجلال
ہیٹھ دِنه می پانه شکمِ پاکسی
از خدا بوئے درود وہم سلام
آسن وَدان یار ساری ہنو ہنوی
حالقن بخشوی ز غم آزاد گرژھ
روہی انور کھا ادہ یارن گنوی
مغفرت سینو ربّ العالمین
ونتھ تماہی یار عکاشش گنوی
مرحبا چھی حالقن جنت دتوی

چشمه وندان نوره کس جبینسی
راه مه روزن سوی ز عام خاص
یس زِه نسبت ژھه تیمو فعل تباه
تس بفضلِ لطفِ خود ربِّ انام
حمد دا تس ونن ازم از سینه دق
توره دِین بخشن حضرت می قصاص
منه بخشمے ژی خصومت نه وبال
عرض کرن یا نبیؐ حاصل مرام
بوسه دِته می مہر شرفنا کسی
آسو عکاشه ودان گریه کران
خون باران کله تراوت ہنو گنوی
ذاتِ باری گوی مہربان لا کلام
ہی دپوک سارن وفادارن گنوی
ژھرس وچھه ہن یو کا ہنه زالِ جہن
از محبت وچھنه لگ تس ہنو ہنوی
نعمتِ رضوان دتوی حضرت حقن

خون ہاران جانن من یادِ فدا
یس کری ژی شاه کونینس قصاص
بوزمرن آسم دپوتوہه اکی انام
نارِ دوزخ سر گسبر تس ہٹ حرام
حضرتو دپو ہس مه گرژھنہ ژه جبا
دوہ کرم از جهنم حق خلاص
در قیامت ودنه ون کنهته بنائے
بوی چانوی گرژھه مه واتن درمشام
شکرِ لله سپونه مے حاصل مرام
اتنه کنه خون دل آسوی ہران
حضرتو دپو ہس عکاشو شاد گرژھ
نارِ دوزخ گو ژه ہٹ قطعاً حرام
کله تو لیو تھدمه سپنو ژه غمین
سوی وچھن سوئ عکاشه پاک شان
بوسه کرہس ساروی تھدن وتھی
درجهٔ اعلیٰ دتوی حضرت حقن

گو عکاشه خوش ز فرطِ انبساط
رت وین اشعار باسوز ونشاط

## خوشنودی در تعریفِ رسولِ اکرم صلی اللہ علیہ وسلم

اے شهِ دنیا و دین قربان لگے
چھوک ژه ختم المرسلین قربان لگے
ژی سلیمان و سکندر زیر در
تھدنه بڈ اسلام دین قربان لگے
غم امت کوت کھیوتم دمبدم

وے مه برج نقلین قربان لگے
روی انور چانو چھوم شمس الضحیٰ
خون فیضک ژه چبین قربان لگے
آسه ہیو دربان سته ہا ارمان گراں
چھوک شفیع المذنبین قربان لگے

انبیاءکن مرسلین سردار ژی
خوی خوشتر انگبین قربان لگے
مشرق و مغرب کرت روشن بکام
قیصر و فغفور چین قربان لگے
رحمة للعالمین قربان لگے

می کرم دعوائے فصاحک رُتھ کم
جاور تراوت بر زبین قربان لگے
منع کر تھک از زبان دُر فشان
کینسہ ہندوی ژکتہ کین قربان لگے
خوشنجر و نھم زبر دِل گوم خوش
مع الله جمعین قربان لگے

پانہ جسم نازنین قربان لگے
یار ساری آئے و تھن ہر طرف
کنھہ منہ ونوس بہرِ این قربان لگے
ہمتس چانس فدا جاین و جگر
خوش تہ ربّ العالمین قربان لگے
کلّ یومٍ لیلۃٍ متتابعًا

عرض کرم یام عریان بوسہ تام
نارضا وخشمگین قربان لگے
سبلنہ وندے نام پاکس گونہ چھوے
از خدا صد آفرین قربان لگے
صلوٰۃ اللہ علیک یا الّٰ و ام
کلّ وقتٍ کلّ حین قربان لگے

علیس کُن اک نظر کر از کرم — چھُوی پریشان غمگین قربان لگے
ہو کلہ یاد بابت عکاشہ زین کلام — ژائے در حجرہ رسولِ نبکنا سام

## روایتِ دیگر از معارج

این روایت باز بشنو ایجوان
تابدِ حجرہ کرک پاک شلئے
پردہ حجرک نِل جنابن سر بسر
کر تبسّم حضرتن کیاہ دِلنواز
کہ نماز آلو انجماعت کنند
تہ سبتین ہاونس ول پت منبر

نتمہ ژندر وارہ شاہ دو جہان
آس پران بوبکر صبح نماز
مسجدے اندر صفن تراون نظر
گو امیر المومنین واقف ازان
دردرون آیند و امامت کنند
تمہ دوہہ کر سفر آنسر ورانؑ

دنوز نن پٹ تکبہ کرنت دتھ بیانے
مسجدے اندر ہتین لوک بانیاز
خوش سپین استادہ ڈیٹھک در نماز
رائے گیس آئے ما ازبہر آن
پت ہتین نیرن نبینؑ غیبر دیر
زین جہانِ بیوفا دین پردران

## روایتِ دیگر

این روایت باز بشنو با رضا
ساروی پوہس ونو حضرت خبر
تورہ دپو ہک خالقس حمد و ثنا
انتھ رٹت ہیون دپونس اے ولی
از کہِ بتہ تریہ دوہہ مصطفےٰؐ
مرنکوی درروے کرمنو چھی زبن

درا و شیرِ حق علی مرتضےٰؓ
کتہ پاٹھن ازچہ شاہ دو جہانؐ
برو نعمی خوتہ وارہ از ظاہر ہنا
استہ استہ باونس در زیر گوش
کرہ رحلت زین جہان بیوفا
سوی نشانہ در جبینِ شاہ دینؐ

از حضورِ مصطفےٰ یارن اندر
شافع و غمخوار جملہ مومنان
حضرتِ عباسنی شاہِ علی
کنت ونے بنہ بیاک بوزی گرزہ ہو شا
لیس نشان اولادِ عبد المطلبن
از وچھوم می چھویس گمنا دا اخرین

یک دوشنے پیش رسول اللہ گرہو
یُد بیس دِن تو تہ کرو اک کنھاہ
نورہ دپنس چھوم قسم از ذوالجلال

از خلافت اس تمن دونوے پر رہو
عرض خدمت اس کرو دونوی حرت
زاہتہ کرنہ حضرتسؐ بوتیھو سوال

اسہ ہرگاہ دِن تہ گو بہتر سٹھہا
سان تھاو وُس سفارش کنہ گرن
کبا چھو دنیا بو منگک دنیا گرہت

## روایتِ دیگر از علی مرتضےٰ کرم اللہ تعالیٰ وجہہٗ

این روایت ئشنو از گوشِ رضا
لگ وصیئر کرنہ تِم از ہر مراد
تورد دپوہم دِل از ین دینائے دُون
تام گے بیدار کرک بئی بیان
تام دپوہم برو نٹھ یک شیرِ جبّار
متغیر گوگ سے کو چھپے اندر
فاطمن کرتام رویس کن و نظر
لائیہ آیائی از بے طاقتی
بابہ وُن کُس ناز برداری کرم
باوہ کُس سیر راوہ بیس آئی ہیو پدر
وائے چشم دیدہ رخسار چان
مثر رِک چشمہ ٹیھے کن روز تھی
گیہ حضرتِ فاطمہ نزدیک پیش
در فراقم صبر بخششُ اے خدا
دُور کنہ وُن چھو بنہ ای نور البصر
گفت او را حضرتِ حیدرِ کرار
حضرتِن فرماوس ای شیرِ نر
رٹہ ناسر زہٹہ نا جوشن جگر

چھوی یہ فرمان علی مرتضےٰ
عرض کرکت ہم وصیئر یا رسولؐ
چھوم تنگ آمرت سٹھنا ایذ و فنون
یا اخی جبرئیلؑ صدق و صفا
سرِ مبارک سے رٹک اندر کنار
لگو عرق و سینے جبینسؑ بار بار
رنگ رخسارش و چھون نوع دگر
حسنینن تحف دُتن باہر دوست
دُن اماہن کُس خریداری کرم
ولئے این گوشم مُدر گفتار چان
کتہ ڈیشن گرم خوش رفتار چان
تام دپوہن برو نٹھ کُن یک فاطمو
تھاو ہس بر سینہ دستِ پاکِ خویش
چھپے بشارت فاطموئی یاد تھاو
در کشاکش مرگ چھوی جان پک
زہوپہ کرائے فاطمہ گریہ مہ کر
منہ کرکس ہارتن اشو بر پدر
بیہ وچک چشمہ زن بیہوش گے

بلہ کر بیمارہ زُر زُر استنداد
چون ود اعی بیکنی دِل گوم ملول
ڈک دُتوک چشمہ وچک اندر زمان
پتہ ولول کرنہ تت و عدس وفا
رنگ رخسارِ مبارک سر بسر
سو بسو لگو ڈلنی دُر دانہ وار
نُھد و نھفت کبیہ تام از بے فرصتی
گریہ نہ زاری کران زُر زُر دِل شکست
وای بر حالِ من اشکستہ پر
کتہ بوزن نرم خوش اظہار چان
فاطمن تم ناکہ شیون بوز تھی
صبر کر تو تان ہنگ تری فاطمو
بہر زہرا آنجنابؐ ہنگو دعا
سار فی برو نٹھ یک مہ نش دلشاد تھاو
فاطمن ہتو بیہ و دُن زار زار
چانہ گریہ یم چھ گرہان تنگ تر
یا علی چھم فاطمہ گوشہ جگر
از تکلم ساکن و خاموش گے

فاطمن تامرت اماہن دُون دنوی
کو نہ بڈ باکس یوان چھو بروکنوی

وقت آخر از کمالِ مکرمت
آئے صاحبزادہ پیشِ آنجنابؐ
چانِ رحلت یا نبیؐ کوتاہ زرو
یا نبی یادن وندی بو نورِ عین

دیوہ کرنو از ترحم مرحمت
نالہ دیوان آس دپان شہ حسنؓ
در فراقت صبر آس کوتاہ کرو
چشمہ موژرت وارہ کرتم اکھ نظر

دیدہ گریان سینہ بریان دِل کباب
یارسول اللہ وندے بو جان وتن
حالہ اکہ نالہ دیوان شہ حسینؓ
فولہ ہم دِل بلہ ہم زخم جگر

ازلبِ شکر فشان کرتم کنتھاہ
لوزہ ہم جان روزہ ہم بڈ فرحتھاہ

یارسول اللہ ضحیٰ روس لگے
یارات چانس غسل خوبس لگے
رویِ انور موئی عنبر خوش بوئن
یارتن کوئی نیکوبس لگے

یارات والیل کس موبس لگے
اکھ کنتھاہ کرتم ستھاہ دوعالمن
یارات گل آبکس بوبس لگے
مشرق و مغرب کرت روشن زدین

چشم بادامن لگے کرتم نظر
یارات چانس شکر گوبس لگے
یمہ کوچہ آسو ہم نیران بنیاز
یارات رائی نحدا جوبس لگے

قلبِ پاکس اننوک غم چھوی نسبت
یارات بو خوی خوشخوبس لگے

بو نہ میونوی بوی بابا در پدر
یمتن وون کُس نگہبانی کری
آس ریوان نالہ دیوان در فراق
دیدہ گریان ژر پریشان از کبابؐ
وانبیائن پتہ اس کیاہ کرو
بے حس و بے پر گئی غمگین امت
یا علی در بازِ تقادو آؤ دِق
زالہِ ناشر بلہ نا زخم جگر
ژائی اشرف مہاجر نو بنوی
صبر کرو سوی حیّ لا یموت
امتن ید سارنی انہو پتہ
از خیانت کرزہ تقویٰ برزہ غم
یو تھفنہ غفلت یئہ اندر شرع دین
وانتادنک امرتہ احکام چیون

بیکس و بے سر سپن اشکستہ پر
آس ازواجِ مطہر سر بسر
سینہ بریان دِل پریشان چاک جگر
یام بوزک گریہ زاری از درون
کُس ون غمخواری کری کوتا زرو
کُس کری تیماردن یارن ہندے
اس کرو دیدار آن محبوبِ حق
نالہ بوزت امر گرا نسر وزانؑ
آئے انصارِ اکابر بنو بنوی
برگزیدہ زبدہ امتّ نوہی
جنتن توہ بروٹھ اژو باحرمتہ
کرزہِ احکامن اندر ژر اہتمام
یو تھفنہ زخنہ یبہ اندر ورعِ دین
مرتضائن دپو کرک تیوی کلام

کُس یتیمن وون مہربانی کری
بر سرِ بالین سر در دیدہ تر
اکھ جماعتھاہ آس بردر از صحابؓ
عائشہ کنی ہارنے لگ جوئی خون
بیکس و بے سر گئی مسکین امتّ
کُس ییٔی وِن عار بیکارن ہندے
رویِ پاکس کُن کرو اس اکھ نظر
موژرہ رو بریم اژن درشن کرن
حضرتن کرنک وصیت در سکوت
پیشِ حق چھو خاص باحرمت توہی
برامانتن یوز زیو ثابت قدم
برزہ پرواز انزن قرآن امام
تام دپوک یا آکہ پیغام چیون
چشمہ دچک بیہ گی بیہوش تام

مه جهینس عرقنی د تو بیه زور
توه دکتو نیرو وه باجلدی نبر
یا رسول الله نصیحت می کرم
جهوی ژه قران سر بسر یانس نشه
برزه پروا کنج خانه کړزه جائے
وو نهایت روز روزی عائشن
ام سلمه عرض کړای خاص رب
که خیطره یوت اشو چشمن بران
امتی میانی مه پته کیا کړن
عرض کړنک بابه چهوم می اک سوال
توره دیو مس ښتس منزگار زم
از خداوند زمین و آسمان
توره دیو مس اده بر کوثر بیرم
رحمتِ حق آسمه چاوان امتس
توره دیو مس آسمه بر میزان اده
گبو کرم حسنا تهاری امتی
توره دیو مس اده بی بی فاطمو
امتس تت آسمه دیوان یانه تار
بیه تامت چشم مبارک دمک
بیاک اروایت یه بوزای تیرزمین
[illegible]
از جنابِ کبریای حکم آو
گوده حاله چاپ چهس ساری خبر
تپ تختس چهاتهی کن محکمی

قطره لگ وس نس پنی بیا وز بور
درائے نبر تم و دان با اتهبال
وکن بیم کیتراه وصیت می کرم
استقامت کړزه ژی بر پای صبر
تی چهو در قرآن فرماوان خدائے
آز و فور گریه زارِ عائشه
توه ز حق مغفور چهوات کیا سبب
حضرتن فیرت دپوس تامت جواب
خاصه میته می سران نا وده پرن
روز محشر ونته بو گارت کتے
دروئے محمد تت می ژبار زم
عرض کړنے تته نے زان اهم
تتِ بولے فاطمو تتِ ون دزم
عرض کړن تته نے آهم اتھے
بر شفاعت آستین تت محمد لده
عرض کړن تته نے ذشت کونی
بر کنارِ نار دوزخ آسمه بو
فاطمه گریه بے نهایت شادمان
ڈکه پچه بیه عرق ور داند فنک
چهوی لکهان اندر سیر ملاعین
او جبرئیل امین لے کامیاب
وس نبیس دپ گزمت میانی سلام
لیک نے دیم بر زانس گزه زود تر
حضرتن دپوس چهس یانس خبر

می اشاره کړ صحابن زود تر
آیه حضرتِ عائشه کړنک سوال
حضرتن فیرت دپوس ای عائشه
رتزه محکم عروة الوثقای صبر
یم وصیتر بوزبوزی عائشن
حضرتن اشو دارِ و تکو چشمو نشه
کوه باپت یوت چهو گریه کړن
بهر امت چهوم یه ساروی اضطراب
تام بی بی فاطمن برحسب حال
ننک تهد سو نبرت آمن یتے
امتس تت مغفرت آسی منگان
کمه جائے غم فرقت کاسهم
آب کوثر آسمه چاوان امتس
اده کت کن لاره کن دائم کتھے
آسمه منگان ذات با کس بوتی
اده کت جائے تے بو ون دنی
تو فراتی آسمه ازمت بو نار
محمد دین سوئی خلاق جهان

## روایتِ دیگر

عرض کړن ائے رسولِ نیکنام
میانه طرفه حال بر زحر من الکلام
کلمه دادس کنه کر من چهناهی
لیک ڈنے داد چهوم می سختتر

سوی خبر ہت تام گو روح الامین
یا نبیؐ بیمار ہندوی حال باوُ
ترن دوہن جبرئیل از درگاہِ حی
اَدہ گو مامور حضرتِ عزرئیل
آوہ عزرائیلؑ با صد احتشام
پرت اکس چھی ترت تابع یک بیک
وات بر در رود کران انتظار
عرض کرن پیشِ ختم المرسلینؐ
بر درِ حجرہ چھو استادہ بجان
سوز مُت پانہ بخدمت مالکن
کینسہ اکس زاہ نہ کرزین پسِ تژھی
اَژہ اَندر کرہ کارِ خود روان
یا رسول اللہ کرے بو جانفدا
با تضرع و زارو تعظیم و ادب
بُردی اقرار کرزس قبض روح
یعنی ہرگو نہ بحکمش تن دِزِہ
حضرتنؐ کر جبرئیلس کُن نظر
حق تعالے چھوی ژہ مشتاقِ لقا
جبرئیلنؑ تام کُرنک الوداع
تاجدار و مفخرِ ارض و فلک
الوداع اے غمگسارِ عاصیان
آسو تیوی میون وَسُن بر زمین
چانہ گژھنہ وُنِ بو وُچھی آسمان
زخمِ فرقتن بر دلم سے ماندہ آہ

در حضورِ خاص ربّ العالمین
ذاتِ پاکن بیہ سوزس یا نبیؐ
آسو یوان بہر پرسش پے بہ پے
از حضورِ خاص آن ربّ الجلیل
بیاک ملک ہت تس اسماعیل نام
نتہ لکھ مت تس چھہ تابع پور لچھ
از عبادت ڈینہ بو نہ موکہ جار
یا نبیؐ یادن کری بو جان فدا
بہر در آمد چھو اجازت منگان
کینسہ یا نہ چھو نہ آمت کیا مجال
کر اجازت کینسہ منگی تہ تژھی
اِذن بوزِت ژاو ملک الموت یام
آم از درگاہِ حق لُطفک نِدا
عرض کُر زک سَی دِپی اتی سربسر
با ہزاران انبساط با فتوح
چھو ؤس تو سے استادہ اندر انتظار
یعنی وَن کیا مصلحت ای نا ہور
حضرتنؐ کُر تس اشارہ ای ملک
الوداع ای شاہِ عالم الوداع
الوداع ای شافعِ یوم التناد
مشفق و ماوائی دِلِ اشکستگان
میون وَسُن آسو تو ہی نشن مدام
وَسن کس نش ہت بو اے شاہِ جہان
سُی دِنتِ پس دراو جبرئیل امینؑ

شب سپُن آدا نہ پگاہ بیہ آوُ
گژھ خبر آن از رسول عربیؐ

## روایتِ دیگر

تس چھہ سنت سا کس تابع از ملک
پرت اکس لچھ لچھ تابع نور تچھ
یام از پرسش سپن فارغ امینؑ
ملک الموت آوُ از امرِ خدا
از پے تعظیمِ روحِ خالقن
کینسہ اجازت چھنہ منکمت تا محال
تورہ دپو ہس دس اجازت دِ زمان
گُل زہ گنڈت حضر تس تم کر سلام
وُل ژہ اندر خدمت شاہِ عربؐ
یال حکم سرورِ جن و بشرؐ
بُد منع کرنے پتو فیرت بیزہ
بیُ ژہ دِہیم کرہ تی انجام کار
جبرئیلنؑ عرض کُر اے با تفا
کر یہ فرمان خدا چھوی بر تھہ فلک
اے مطاعِ جنّ و انسان و ملک
الوداع اے قبلۂ اہلِ وداد
الوداع اے رحمۃ للعالمینؐ
دِچھی ہت آسوس یوان ہر صبح و شام
الوداع اے مہبطِ وحی آکہ
السلام علیک ای سلطانِ دین

# روایتِ دیگر

این روایت باز بشنو پر گہر
یعنی عبداللہ عباسس نشی
کہ بکفت آن خالقِ اشباحِ کل
بہرِ قبضِ روحِ ختم المرسلینؐ
بانیاز و باادب کرزک سلام
یُردِیٔ رخصت نہ بلیشک کرزکار
دراو عزرائیل باشان و شکوہ
پانہ عزرائیل باسامانِ خویش
برسرِ اسپانِ ابلق ہم ملک
رود بر درِ شکلِ اعرابی کرت
مے دیو رخصت اتہ حجرس اندر
آسس حضرتِ فاطمہ لس دکھ زین
فاطمن دپُس ندا بوزرت جواب
یم چھہ اندر عالمِ دیگر بکار
آسس یم در حجرہ اہلِ بیتِ پاک
چشمہ بوزرک از زبانِ دُرفشان
عرض کرہک آتمن اعرابیا
اتہ اندر پیشِ شاہِ دو جہانؐ
حضرتنؐ دپُس فاطمس ای فاطمو
زانہ اک اللہ نہ تمُ سند رسولؐ
بہ چھُوی سوی یُس ہادمِ اللذاتؐ چھوی
بہ چھُو سوی یُس ماجہ کورن زاہن کران

چھی محدّث یئی ونان اہلِ سِیَر
در معارج پانہ وچھ اے باصفات
دٹھ لکان کر قابضِ ارواحِ کل
بر درِ حجرہ ایستادہ روز تھی
آستہ آستہ ادبہ سان کرزک کلام
حکم نے دتوی برای قبضِ روح
سیت ہرت ملکن ہنزی بڈا گروہ
جوہرِ دُرّن ہندوی جادلتِ
ونتھ لکان از طارمِ چارمِ فلک
بر درِ حجرہ کُرن روزرت ندا
رحمتِ حق آسنو توہ سر بسر
عائشن دپو فاطمس بر در بہت
چھوم بحالِ خویش مشغول آنجنابؐ
بیہ منگس اذن تے بوزن جواب
تمہ آوازی تمامن لرزہ ژاک
پانہ پر ژہک کیا سپین ونتو خبر
بر درِ حجرہ چھوانت روزرت بیا
چھُنہ بوزان عذرون زیادہ زیاد
چھبیہ خبر کُس کران چھو گفتگو
تورہ دپو ہس فاطمو کن وارہ تھاؤ
بہ چھو سوی یُس قاطع الشہوات چھوی
بہ چھو سوی یُس ہنگہ منگہ ہینہ ژٹان

نقل تم اَنان بڈس خاصس نشی
تم چھہ فرماوان در روزِ وفات
وس اتہ دنیا بصد نرمی ولکین
اتہ اندر حکم تورک بوز تھی
آس بہرِ قبضِ روح از کردگار
اتہ فیرت زود بافرح و فتوح
یعنی اک ساس آدمہ اعوان خویش
درای اکہ رختہ تم مانی بنت
وانت عزرائیل بر منزلِ فرشت
السّلام اے اہلِ بیتِ مہتدا
بر سرِ بالینِ پاکِ شاہِ دین
اجنبیا اک کو تمن زن چھوی رہت
ژی ملاقانک غرض چھوی کر چھو وار
بارِ سوم کریک کرن بلعتاب
تام حضرتؐ فیرزان عالمِ مکان
کیاز چھو در لرزہ آمرت بسر
کریک دیوان می دیو رخصت لکان
چھو کران استادہ روزرت کریکہ ناد
تورہ دپونک بوزتو عرض تپول ناظم
بودے ہاوت چھو کُس تہ کیاز آؤ
بہ چھو سوی یُس حال تیرن ژاہن کران
بہ چھو سوی یُس ہنگہ منگہ ہینہ لمان

بہ چھو سوی لیسُ چھی کران لوکٹن ٹیم
بہ چھو ناسوی لیسُ و دل سارِن انان
بہ چھو ناسُوی لیسُ بدن والن مدہ
بہ چھو ناسوی لیسُ کران دریا سراب
فاطمس گبہ باک نیرت از جناب
سینہ باسینہ رٹت دپونس ہوَد
سارنی درجائی خود گوئی خیال
چشمہ ہوٹ رت کرتہ مبکن اکنظر
چشمہ موٹ رک تام دپوہس فاطمو
ودنہ چانی چھی و دان تم دردناک
صبر کرای فاطمہؓ بڈ صبر کر
پرزہ ڑی اِنّا اِلیہ راجعون
یارسُول اللہ سرم بادت فِدا
یم وصیئر لوہ ڑی بوزرت کنیَ
تام دپوک فاطمَس تم نورِ عین
پیش حضرتؐ بیٹھ بت باچشمِ تر
روبروی بتی تھاوِت حسن
خونِ جگر آسو ہاران از دو عین
آنجنابؐ بوسہ دِتنک بر جبین
آ دو تھت برونٹھ کن سُوی لولی
سرِ بالین ہتھو تولن سردا رفی
روئی پاکش کردہ سوی روئی خویش
یلہ اُسامہ کڈم از پیش خویش
قرض چھوم اُمت نہ والم نکھیم زود

بہ چھو سوی یمُسند بمُرت سارن چھوہیم
بہ چھو ناسوی چھینہ ڈلیشنہ کنہہ لولان
بہ چھو ناسُوی لیسُ سہن ڈالان خدہ
بہ چھو سوی لیسُ عالمس برہم کری
یارسول اللہؐ مدینہ گو خراب
چشمہ وچک گیہ بیس عالمس
گی کرِت خواہی ز دنیا انتقال
اک کنھاہ کرتم ہتوار مان مہ چھوم
صبر کر گریہ تیوی لیس فاطموؓ
پننہ دستِ پاکہ جہیس اُشو و تھران
صبرسی رضی خدائی داد گر
فاطمسؓ ہو کلائی ہمہ وصیئر کرت
کنہہ وصیئر مَتہ کر تو بر بُدا!
ڈاڈِتت ہپٹ کرزہ انزہ نی بجا
برونٹھ کنُ ام حسنؓ تہ ببہ حسینؓ
حال آن سرورؐ وچھت گی بیقرار
آس و دان وای جدِّ پاک من
ڈُنوفی کنُ آس وُ چھان شاہِ دینؐ
صبر کوی تلقین کرمک ہمچنین
کیا چھو فرمان ای رسول کا تینات
تام تھدتل حیدرِ کرار نی
حضرتوُ فرماوہس ای مرتضاؓ
بہر غذاس کرم سامان جشین
گو ڈہ لیس و اتی مہ نشِ ہپٹ کو ترس

بہ چھو ناسوی لیسُ کران مُنڈہ زنان
برونٹھ کنُ بت چھوی عزیزن زونن ہوان
بہ چھو ناسُوی لیس کران خانہ خراب
امسندی دستہ خداعالم فری
اتھہ رٹن حضرتنؐ از دستِ خود
حال ڈلیشت سارنی گو سخت ترس
کلہ نمرِت فاطمنؓ دپوائے پدر
کرہ کیا دل گوم ہن ہنَ تمبہ گم
منہ و دنتم حاملانِ عرشِ پاک
رنگہ رنگہ وارہ جھیس تسلّی کران
یلہ نیرم روح مہی از تن برون
آیہ بی بی عائشہؓ برونٹھ ترھ برت
حضرتنؐ فیرت دپونس و ان کیا و نے
صبر کرِ صبرس چھو راضی بڈ خدا
فاطمن ان تم دو شی نور البصر
حالہ اکے کرنہ لگ تم نالہ زار
سرِ سینہ مُصطفیٰؐ تھاوت حسین
باکمالِ شفقت و رحمت خرین
تام فرماوک ہین حضرتِ علیؓ
بر تو باد از خدا لک لک صلواۃ
بہہ ناوِن وارہ بر بازوی خویش
این وصیت بشنو از گوشِ رضا
ایترھ ہارہ از فلان شخص بہوُد
ڑی سُو آسک یا علی بادسترس

اَسہ تیہ سختی لبیار بار
ذرہ ہیہم رٹزہ محکم پایہ صبر
کرزہ اَمہ آخرت ژی اختیار
رِت رچھن گژھن کنیزان و غلام
تھوِ دکھ نرم کرزِک خوش کلام
حضرتن آزاد کرز تیہ غلام
یم وصیت مو کلاوت سرورس
اضطرابن ہیوس داراہ گوس گیر
میول رخصت عزرائیلس بر ژاد
آس ہر قبض روحت ازر بی
واتہ یامت حضرتِ روح الامین
تراوتھن ناموسِ اکبر ژی کتے
فوج فوجہ آی ملک بیکران
بیوٹ بر بالین ختم المرسلین
جبرئیلن تورہ دپوتس شاد گژھ
جنتن پیراؤ کرک تازہ تر
یم چھ ساری ازپے تقدیم تو
اَمہ خوتہ خوشنجر ونتم زبر
یانہ ازکی ژہ نہ امتی چھا نی
ونتہ جبرائیل ای اخی ناموَر
تورہِ دپوتس یا شفیع المذنبین
کینہ بلیسہ اکسِس ہم کرن نہ تھاوکن
روزِ محشر لویت شفاعت ژیرِ یک
چشمہ روشن می گیم آزاد گوس

واتنے دِل تنگ گژھ زنہ زنیہار
یلہ وچھک خلق گے دبناس مست
برزہ پرواتو رہ کوی ژی زنیہار
ونتہ آمی لفظہ ماکر یک بیان
یڈ بر زک وارہ سارن والسلام
چھوی یہ فرمان علی مرتضٰے
گو تغیر سخت روئے انورس
حضرتِ عباس ہیُت عالیجناب
پیش حضرت باتواضع زود آو
دم ژہ رخصت گژھ بو مشغول کار
صبر کرتامت مہ کر جلدی دربن
تورہ دپوتس حضرتِ روح الامین
جبرئیلس تعزیچ پرسش کران
حضرتن جبرئیلسی تامت ونوی
خوشنجر آمی زغم آزاد گژھ
حورہ یارتِ پان اندر انتظار
منتظر در حرمت و تعظیم تو
گفت بر ہر انبیائی ذوالکرم
خالقن کرئت مقرر چھوی تی
یمہ خبرے زد لہم فرح سرور
راضِ چھوی پروردگارِ عالمین
حوضِ کوثر بیہ محمود کی مقام
تیوت ابخشنے امتس راضی گژھک
ادہ دپوک عزرائیلس بر ونتھ یک

دست اندر عروۃ الوثقائ صبر
دار موژرِ شرع دین لگہ بیہ پت
ادہ نمازن ہندوی تاکید تام
دارکن ہن ہن وفنی بو تھاو دیبان
اندر ین بیماری موت ای ہمام
روز دماہ بوز باگوش رضا
کرز رت می ہکو نسند وبگ تغیر
تراو استے پاٹ دل فرش خواب
السلام علیک یا ایہا النبی
تورہ دپوہس اکہ ماہ کر انتظار
ونتہ عزرائیلہ آوے تو ہ یتے
وات اندر آسمان اوّلین
ییُ ونان ییم آس واتت ہیو امین
یمہ وقتہ تراو تھس بوکُن زنوی
نار دوزخ ژھنہ کرک سر بسر
چھی ملک صف بستہ پر ان پر قطار
حضر تو دپو ہس ازنیہم خوب تر
تانہ اژن جنتس بالکل حرام
حضرتو دپوہس ازنیہم خوب تر
دِل بلمتہ غم ژلم بالکل بہ دور
یم عنا نیتھا ژہ کرنے خالقن
بڈ شفاعت بیہ بر ہر خاص و عام
حضرتن دپونس ون بو دلشاد گو
کرزہ نین کام پرازان کیاہ گک

